چاپ شیخ غلام محمد (جملہ حقوق محفوظ ہیں)



ناولس سوشہ کنہ والی گروہ ھنڈ بیرہ ماہیہ مایہ

# ناگرائی

حصہ دوم

پبلشرز

شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجران کتب و مالکان قومی پریس بازار ... سری نگر

بار اول تعداد ۱۰۰۰

قیمت [illegible]

فروری سنہ ۵۴ء

# غزل نمبر (۱)

تراوت ژلوہم ہیہ مالہ ناگ ارزنہ یارو
سرہ کران برہ کر تہس لجیس داوس لو

پوشہ بال ہت لیسہ دُودہ موج ہت آئی
کولشہ کھُرچ ونن مشالہ لجیس داوس لو

بانہ پھُوناہ ہت آیہ کرا جاہ دین ہیہ مالہ ون ہکنا
لتن چھا خبر سونہ چھم سوزمژ ہیہ مالہ دُور ریو

شمعرو لو ژھتہ کر تہس لجیس عشقنہ داوٗ
دُودہ کنڈسی زاٰل جہیں دیوان ریوان کوس دُو

سنیاریں لاگت ون جہیں دیوان مار تہس ہیر شکارو
کس نہ گیلیم پالنس میلیم ون کس لدہ لو راہ

دتن چانن پتہ لاران ژہنڈم کوہ نہ غارو
چاک دمہ جانن باک مہ آیم لِلّٰہ بیتہ مو

خار بو کرلش چانِ لولہ نارن درسینہ لول کرو رامو
سبحان رند جان ژی پت فدا مُدا ژی چھک یارو

# غزل نمبر (۲)

خوابہ اندرہ نچم مہ تن تہ لولو
ناگہ اندری ناگرائی بلیہ آم
جنگلس منز تہادُس مردہ بے جان
رندہ سپُدُس کمہِ دُورہ دشمن آم
خواجہ زادہ تقدیر لاگنت آم
وعدہ کرنس آدنہ مہ ایو یارہ
آم نیالیس نالہِ کِن دوہ مہ دراوٗ
چشم بادام مژرت چھم مہ ہاوان
کتو گھژہ دل کھتہ جایہ پیارس
ژھہٹہ لورِج سُورگو کوہِ طورس

ناگ ارزن چھُوم درمن تہ لولو
نگھ ہا ونم پختہ کارن تہ لولو
بخشنم تہند لوزن تہ لولو
لجس دردالم چھُونہ ترادن تہ لولو
کرُنہ دُورِر دون عاشقن تہ لولو
یژِ کال گوم لتس پیلرن تہ لولو
چشمہ لوسم تہ گوم لاسن تہ لولو
سَنہ کرمز عشقہ ژورن تہ لولو
ناگرائی گوم چھٹ واسن تہ لولو
رندہ سبحان تی چھو انزرن تہ لولو

## غزل نمبر (۳)

ناگرالیس ژونہ کنہ والی
نزرٹ نہ مالہ چھی لتس نالی
ڈونگنم ناگس تہ گوم اوبالی
چھی ونل آسان کتجے آلی
پوشن منز چھی حپالئے

برونٹھہ بیزہ ہا ہیہ مالئے
برونٹھہ بیزہ ہا ہیہ مالئے
ژھانجام جنگلن بالئے
„گوش فوجہ اکھی ہا ینبرزالی
جامہ چھی چھیت تہ بیروزالی"

بمیورن بوزت تہ ژ خوشحالی
کم برہ عشقہ نارہ عاشق زالی
ڈِرہ چھک وُڑنہ تہ نال چھک سالی
گندرو جامہ ہیر نال دزالی
ژ ٹھی سر بو لدہ سئی ڈالی
فنہ ٹھی مرہ بو میلہ کس کالی
صدرس منز باگ لعل مولالی
لعل بَلہ کھالک تہ پک بال بالی
مَی بَلہِ چاوس تم کلہ شالی
پَے کتہ لبہ سئی چھم لااو بالی
عزیز دلہ چی جای کر خالی

عنبر جابہ چھس نالئے
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالئے
سندرن زلفن زالی ئے
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالئے
کھٹ تھیُ یبیہ نا سوالئے
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالئے
ڈونگلو تمہ منزہ کھالئے
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالی
حیَ دئے کرنس بالئے
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالیَ
از بیہ شاہ ژون سالئے

## غزل

کلہ پان وندہ سئی چھم خوشحالی
برونٹھ نیرہ ہاہیہ مالئے

## نہیہ

معشوقہ مارت ژلوہم بالی
لاژک دوُد چالو یوُم خوردہ سالی
دوان شمع زن پان گونہ گالے
عاشق پانہور پان گونہ زالے
از بے لون لبس مولہ تولہ دالے
پامہ نہ ڈکہ نیای کینیاہ ژالے

تعشوق چھوم ہیہ مالے چوُن
تعشوق چھوُم ہیہ مالے چوُن
وزان دادہ چانہ بجھنا ژون
تعشوق چھوُم ہیہ مالے چوُن
لس کیاہ کرہ آدہ مالن کرالو
تعشوق چھوُم ہیہ مالے چوُن

سنیاس ترادت گو گو پاے
ژہانجام جنگلن تہ سنگر مالے
ژشتھی سر بو لدہ سخی لو ڈ اسلے
ژہ سپہ اکہ دیدار ہاؤ خوردہ سالے
آرنہ رنگ گوم ہیہ موالے
داد دو کرہ سو رنگہ رومالے
دو کھ لدعزیز کو تاہ ژ اسلے
ژی رست تہ دپہ کس مار منہ کھالے

سیبل جندہ پیرت دہس و الو
تعشوق گوم ہیہ مالے چُون
کٹھتھی راتھاہ ہیہ ناسُون
تعشوق گوم ہیہ مالے چُون
دِ نہ ہیہ ساتھاہ اکھ درشون
تعشوق گوم ہیہ مالے چون
موکھ ہاو دلبرہ دود دیوم چُون
تعشوق گوم ہیہ مالے چُون

## غزل نمبر (۵)

شادی چھمنہ دادہ لشہ سنبرس
ملو گھرہ ژندلس تہ کستور عنبرس
مالہ چھپس نال تے لعل چھپس کمبرس
حال چھمنہ روزان بال کتھہ سندرس
صورت ژھ چھمنہ صورت سندرس
پوشہ مال ہیہ مال نال ژھنہ گندرس
بندراز جہرازہ پانہ بیوٹھ اندرس
یکسان گژھ از شیرس تہ شکرس

بمبورس ازمیلہ بنبرزل
بمبورس ازمیلہ بنبرزل
خال چھس بر رو ازازل
بمبورس ازمیلہ بنبرزل
وتہرس بورہ شال بیہ مخمل
بمبورس ازمیلہ بنبرزل
ظریفت پراران حضرت بل
بمبورس ازمیلہ بنبرزل

# غزل نمبر (٦)

ناره منزه یار چھوم ناد لایانی چھم مہربانی پتہ لارس
ستور سہ بنگہ یار ادچھانی چھم مہربانی پتہ لارس
پاپنور شمعس پان زالانی مشتاق شب و روز دیدارس
گمتھ کرانس چھونہ نیتھ روزانی چھم مہربانی پتہ لارس
بلبل گلنئ دٔن چھو دیوانی غلغلہ تمنتن گلزارس
موئی چھسنہ آرام بوی ہیوانی چھم مہربانی پتہ لارس
مجنون نجدس لیل پرارانی خاطرنہ ناظر دیدارس
یس لارہ پورہ لس لوزہ گارانی چھم مہربانی پتہ لارس
مُلکِ دنیا آخر چھو فانی ظریفہ منگ تتنہ لگہ کارس
مرنہ بروونٹھ مرسہ چھی زندگانی چھم مہربانی پتہ لارس

# غزل نمبر (٧)

رِدی چالو ڈلیشتہ تاب چھو منہ وانہ یہ کس باوت زانے بو
چاہ غبغب پیوس گوس حیرانہ یہ کس ونت زانے بو
نارہ دِل کرتھم مارِ پیچانہ یارہ دِلن دراسنی در جستجو
ہارہ مینہ طوطہ بولہ وانہ وانہ یہ کس باوت زانے بو

ناگر این ہیہ بال جانانہ اتارہ چلنے مارہ گرتھ بو
سورگہ سندراہ سو ورگہ مہیلانہ یہ کس بادت زانے بو
زندہ نئ چھو شاباش مُود زندہ پانہ بندگیہ سیت زینوک آبرو
فند بوز طریقہ رمز عاشقانہ یہ کس بادت زانے بو

## غزل نمبر (۸)

کس وَنہ یارہ سنز چھم بیماری طوطس میلہ و نہاریئے
روزہ ناسا تھاہ بوزہ نازاری طوطس میلہ و نہاریئے
آئیتہ دتنم برنہ تاری درالبہ وفا داریئ
پالیس پیہ نا چھم لاچاری طوطس میلہ و نہاریئے
کمانہ زخماہ لاینم کاری تیجہ تمہ یارہ سنزہ ماریئ
تیر اندازس لگہ ہا پاریئ طوطس میلہ و نہاریئے
کینہ گوس دتنم تیر دار داریئے سینس ونہ چھم لاریئے
شین زن گالوس ام لولہ ناری طوطس میلہ و نہاریئے
کشہ نارہ زالوس اش چھم جاری ۔ دیوان ہو نیم ٹاریئے
ایوان کینہہ چھو منہ چھم انتظاری طوطس میلہ و نہاریئے
سوختہ ے کرنم ام بچنہ کاری ددگھ تہ داد چھنہ اختیاریئے
ییہ نادِ یہ نادان داری طوطس میلہ و نہاریئے

چالنِ تہ میانِ باگی تھادی باری ناگرالیس مہ لدباریئے

لانہ لشہ ہبیہ ال نادان ساری طوطس میلہ وہنادیئے

ہو کلی می تراؤ کو کلی پاری لاگو پانہ وانِ یاریئے

کانہ چھسنہ ڈلیشان چانہ انہاری طوطس میلہ وہناریئے

رنگ پھون پھلہ ون گلِ اناری پرنگ پھون چندن داریئے

ہنگس شوبنی ہنگہ طوماری طوطس میلہ وہناریئے

ظرافیہ برہ گے گلِ گلزاری بلبلن روز نوخواریئے

منہِ چھم بڈ ون امید واری طوطس میلہ وہنارے

## غزل نمبر (۹)

لقتئے متہ کرتہ پنئے گراوہ ۔ چاوہ چانہِ آس غصہ میالوی تراؤ

بازمتہ ونتم رازہ دل باوے چاوہ چانہِ آس غصہ میالوی تراؤ

وس نارہ ناجتھم لولہ آمہ تاوہ کس ونہ سوزِ سینہ اندرم گراؤ

بس کرجامہ چھمنہ اُمو ژرت ہاوہ ۔ چاوہ چانہِ آس غصہ میالوی تراؤ

کستور نافہ سیت تن بو ناوہ ۔ دستور چھنہ ون پیتمی گراو

مستور باعس ہی و تھراوی چاوہ چانہِ آس غصہ میالوی تراو

ریسہ رسیہ وصلک شیشہ مس چاوہ کھسہ ون نرگس ہپٹ نیرہ ناؤ

بوسہ چھوس آمتو کیاہ ون پراوہ ۔ چاوہ چانہ آس غصہ میالوی تراؤ

بینہ مہ ڈیو ٹھمک تنہ چھوم ساوہ سُفنہ گرشہ ڈُردانہ گفتگو تراؤ

کتہ بوزتنہ سیت تن ملناوہ چاوہ چانہِ آس غصہ میالوی تراوٗ

آوہ چانہِ کاوَن کرمہِ ٹاوٗ ٹاوہ باغ منز گلسی وہ بلبل ژاوٗ !

دل چھوم شیدا گلٗ ون چھاوہ چاوہ چانہِ آس غصہ میالو تراوٗ

معشوقس چھوم ازآوٗ آوہ لعشوقہ تمکی ظریفہ آوٗ

باوان عاشقن دیدار ہاوہ چاوہ چانہِ آس غصہ میالو تراوٗ

## غزل نمبر (۱۰)

دُورہ چھُوم ماران دُورن گرایہ مائے وچھنس ہیہ مال ۱

ژورہِ دل نیوم کیاہ چھو میالو پائے مائے وچھنس ہیہ مال

نازنین معشوق چھوم زیبائے رازِ دل وَنہ ہس وچھنہ میالو حال

بازکونہ ییہ ناسانہ گوم ضایے مائے وچھنس ہیہ مال

باغس میانس منز ژاوٗ ژھایے ناگہ ڈُو نگنم تلپاتال

زاگس ہینہ تھی یور ییہ نائے مائے وچھنس ہیہ مال

زونہ ڈبہ ہیتھی خلوت شائے زونہ گاشہ وچھتس وارہ خط وخال

چُونہِ چھس زیبا سرتا پائے مائے وچھنس ہیہ مال

صورتس لتس چھُونہ کاہنہ ہمتائے لوزہ ژھٹہ ماران گنہ منز لال

پورلتس ڈبو ٹھم سامانہ سائے مائے وچھنس ہیہ مال

دِیہ نادرشن ییی گرژھ رائے ییہ ناسانھاہ کرانہ نیزہ بال

نیہ نامتہ توربتہ جہیس جائے مائے وجنس ہیبہ مال
لشہ نارہ زا جتھس عشقنہ کرائے لپشہ ناداد جہوم مالامال
کشہ تیر لالونم بے پروائے مائے وجنس ہیبہ مال
ونتس وودہ ماج گینیم رائے سینس تہ دلسئ دلوئ نال
آن تسی بادر جہیس شیدائے ملئے وجنس ہیبہ مال
زارہ پارہ بوزتم بار خدائے نار جہوم دورتہ کتوتلہ ژمال
گنارہ کس ظرکیفہ اندہ نا بینائے مائے وجنس ہیبہ مال

# غزل نمبر (۱۱)

تراو سہ عصہ میانو ہاؤ دیدارہ جہیس لاچارہ مارۂ پان
لوسہ ناوتم متہ ہا بعیارہ جہیس لاچارہ مارۂ پان
کامہ دیوہ لکھ ہسے نامہ دوبارہ پامہ لورہ لزنھم سُورم تران
جامہ چاک دت ون توربتہ لارہ جہیس لاچارہ مارۂ پان
عاشق گیبہ سئ لوگرفتارہ لاشک تہ بیشک ازول وجان
معشوقہ بوزکنا زارہ پارۂ جہیس لاچارہ ماری پان
مژہ تیر لابیتھم ہیر شیکارہ جیرہ آم جگرس مہ سرہ سران
مس پیالہ رسہ رسہ دت تھم یارہ جہیس لاچارہ ماری پان
لٹہ جہم فراق دَنہ چارہ گارہ رتسئ تہ مارس گوم یکسان

کتنہ چہک آسمان منتہ تاجدارہ چہس لاچارہ مارہٗ پالن
باؤسہ تاڈ کیا چہوی تاجدارہ ہادسہ جایہ مند نیب نشان
وطن کتنہ چہوی ہا وطندارہ چہس لاچارہ مارہٗ پالن
داد چہم داد بوز ہاد رفتارہ وادن میانن کرتنہ درمان
شاد دل سینم یاد آوارہٗ چہس لاچارہ مارہٗ پالن
نازن چانن بو خریدامہ دزہ دزہ چانی بو ڈہ قربان
ڈونزہ پان میالوی آغہ تھاد سادہ چہس لاچارہ مارہ پالن
شب و روز ظرکیف در انتظاری دیدارہ چانوک چہس رمان
زندہ گیہ روزہ ہی بندہ بردارہٗ چہس لاچارہٗ مارہٗ پالن

## غزل نمبر (۱۲)

چاؤ تہس لو شوقہ ستہ عشقن یہ پیالہ جالو
ہیہ کرمہ ذوقہ دستہ چانے خیالہ جالو
اے شوخ ماہ پیکر گیسو سیاہ دربہ
ہیہ ہٹھ چو سنبل تہ دام غزالہ جالو
ونہ کیاہ دہانِ تنگس دل سخت خارہ سنگس
مژگانکس خدنگس دل چہوی حوالہ جالو
لچ رات چانہ تہ تل سر تزادی کھورن تل
سون گزشتہ روزہ سرتل سون کر لو ڈالہ جالو

در باغ حسن گلرو سنبل چہو موی خوشبو

تن ہی تہ دست و بازو چہی پوشہ مالہ جالو

# غزل نمبر (۱۳)

لانِ ژورن لا جنس داوئں بال باوس لانن بنیای

پوشنولو دنتو کاوس اکتو گیے رتم ہا ورسنا کلو

یم لانِ بنیای کس باوس بال باوس لانن بنیای

ہول چہم مہ لول باگراوس سر تراوس پادن تل

تن من لو آیتو تہاوس بال باوس لانن بنیای

ہی تہ مسول دین پوش چہاوس پیراوس رنگ تہ بالپوش

نزہ آکوس لرہ پان ساوس بال باوس لانن بنیای

رنگہ ریولس مشکہ تن ناوئں وتھراوس کونگ تہ پوش

ہنگہ طومارہ ڈور الراوس بال باوس لانن بنیای

چہترہ بونن تل وتھراوس مترہ بہتو ہواوس

ہیبہ حال ادہ کال ماراوس بال باوس لانن بنیای

عشقہ ژورس آدم کھاوس دوہہ اکے پاوس یاد

دون دشمنن شن منتراوش بال باوس لانن بنیای

کہتہ لگہ نار عشقہ دریاوس وتھہ واوس لجمو ناوٗ
آوکنسیٔ منز ماراوس بال باوس لانن نیایٔ
کیاہ کرہ یتھ عشقس داوس تہ اہتہ لولو باوس حال
محمودہ کال واوٗ میلہ واوس بال باوس لانن نیایٔ

## غزل نمبر (۱۴)

اکس آئی لاران لولہ سیتی لولتی لو!
ہت عشقہ ہادی سیت سینی لولتی لو
عرضاہ کرہے روزاکی بوزتم آرزو!
یم ناز قدم تراوٗ سوتی لولتی لو
عاشق چھہ واراہ لوسمتی رودمتو یکبو
منہ وزہ ناوتک نندرہ ہتی لولتی لو
یم مارِ زلف تراودہای برقعہ تل ازرو
ننہ مار شونگت کارہ پتی لولتی لو
آہو چشمو مارمتی چشمہ چھی جادو
ڈیشت ہر لو ون رٹی لولتی لو
کاکل زی چان برہ فتی ننہ ماشب لو
کیاہ چھی ژہ شوبان کارہ پتی لولتی لو
انت سنبل باغس ون مہ دِتی راودم ساردوہ

کانہہ گل نہ وچھُوم کینسہ ستی لو لگتی لو

# غزل نمبر (۱۵)

مہ لبہ لوٗشم وچھان دَتے سوکس پتہ گوم
تِم غرقِ دریاؤ کرنس پوتے سوکس پتہ گوم

وندہ چھس محنتہ لعل چھس کتھی دیوانہ کرت گوم
نم چھس زنگمت آدم رتی سوکس پتہ گوم

شمع زاجام ہٹہ کے رتے گواہ مہ ظلمات پیوم
اتھ ظلماتس لعل کیاہ چھتی دیوانہ کرِت گوم

دب وانہ دریادہ چھلان لوتی منزسرہ چھلن پیُوم
پھلان چھکان لوسم اتھی سوکس پتہ گوم

بند کرنادنس تو یاستی سُونار ژالُن پیوم
چھس للہ ناوان منقلہ زتی سوکس پتہ گوم

میَ چیوساقیو میخانتی مستانہ کرِت گوم
مسَ چِیت وہاب کھار طالب چھوتی دیوانہ کرت گوم

ختم شُد

اسکے علاوہ ترن نمبرکن کتھ، آشمع پانپور، حسرت، ازک زمانہ، رازہ ہونز پینزہ کاں، بہار عشق، پیام سوز، لولہ چھرن، زوان "نارک، بانگ انقلاب چھپکر تیار ہیں۔

# فہرست تازہ ترین غزلیات کشمیری قیمت فی حصہ ۲ر

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| مراجنامہ کبیر مہر | یوسف نامہ | زنہٕ مزدور | اکہ نندن | سلطان غزنو |
| شمع تہ ناہپور | ترن ہنز کن کتھ | ازک زمانہ | رازہ ہونزٕ | پیغمبرٕ ھکلان |
| پیتجام | مقصود عاشق | لولہ پھرن | پوشہ بہار | زون تارک |
| نازوساز | آدن | شاہِ عرب | حسرت | بہارِ عشق |
| پیامِ دلبر | پیامِ سوز | فراق دلبر | نادار | شہناز |
| کلامِ غالب | روس کٹ | منصور نامہ | پیامِ گلشن | آدم نامہ |
| سنگرمالہ | نسیم بہار | بیاض جیب ڈار | سوز دل | مکر زن |
| شمس فقیر | سوز و ساز | صدائے بہار | احمد بٹواری | گلزار حقانی |
| ڈرامہ شرابی | لوکہ چار | رُف تہ ونہ دن | ناگرای | شاہ یوسف |
| دازہ محمود | آبِ حیات | ڈرامہ سکاوٹ | حضرت یونس | قصہ سلیمان |
| حضرت صابر | فضلئے نو | ترانہ بلبل | بہار نو | صدائے نو |
| ترانہ محمد سراج | بمبور یمبرزل | یادُن | حبہ خاتون | رسول میر |

ملنے کا پتہ:۔

## شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجران کتب و مالکان قرآن منزل

مائسمہ بازار امیراکدل سرینگر کشمیر

